# 🌹معراج نامہ از شمس فقیر علیہ رحمہ🌹

کوّرُئے معراج سآنی نبین ﷺ
ظہوٗر تِہندُئے چُھ دوٚن عالمن

حضرتِ جبرپؕل خبر ہِتھ آو
السلامُ علیکم غم عوٚصہٕ تڑاو
وٕتِھو حض سآل گرٕہو آسمانَن
ظہوٗر تِہندُئے چُھ دوٚن عالمن

بُراقس پِہٹھ یام کھورُکھ پائے
الا اللہ گرٕتِھ دَر حرَم ژائے
کَس دپان بُراق کیاہ چُھس کھہن

ظہوؔر تِہندُئے چُھ دوٚن عالمن

کوٚرکھ بِسم اللہ مسجدِ اقصیٰ ژائے
مرسلَن أنبیاہَن پیشوا آئے
اکھ لچھ ژوٚوُہ ساس پیغمبرَن
ظہوؔر تِہندُئے چُھ دوٚن عالمن

برزخہِ پہٹھہِ یہلہِ لآجِکھ ہیر
تَمہِ ساتہِ بُراقَس گو رنگِ شیر
شانہِ تَتِہ دآری نَس دستگیٖرن
ظہوؔر تِہندُئے چُھ دوٚن عالمن

اولِمہ آسمانَئے وُچُھکھ عیسئے

خلوَتھ بِہِتھ اوس جایِہ تنہا
یا نبی ﷺ کوٚت کال ووتُم پڑارن
ظہوٚر تِہندُئ چُھ دوٚن عالمن

دوٚیمِہ آسمانَئ ترآوِکھ نظر
سآری وُچِھ ھئ روٚپہٕ جانور
عآبد تہٕ زآہد سیتی عآلِمَن
ظہوٚر تِہندُئ چُھ دوٚن عالمن

تژیمِہ آسمانَئ وُچِھکھ تژے ناگ
دوٚن اوس آب تَئ أکِس نہٕ داغ
تِم زِہ آسی پانہٕ وآنی آب بأگرن
ظہوٚر تِہندُئ چُھ دوٚن عالمن

ژۆرمہِ آسمانَئ کوٚرُکھ پرواز
تَتہِ وُچُھکھ موسیٰ پران نماز
دۆپ ہَکھ تَن دپِزہو وَقتَن
ظہوٗر تِہندُئ چُھ دوٚن عالمن

پآنژمہِ آسمانَئ وُچھہَئ وُبآلی
نیبرِ آسی نُندِبآنی أندرِ آسی خآلی
ٹھانڈ تُلِتھ ہوونَکھ جبرپِلن
ظہوٗر تِہندُئ چُھ دوٚن عالمن

شیٚمہِ آسمانَئ وُچُھکھ درِیاو
تَتھ منز آس پکان نوٗح سِنز ناو

پانَئے آس پکان کانہہ نہٖ واین
ظہوٗر تِہندُ ئے چُھ دوٚن عالمن

ۂتمِہ آسمانَے وُچِھکھ سَتھ باغ
ستَن باغن اندر آسی ستھ ناگ
بیوٚن بیوٚن جویَن لزتھ نیرَن
ظہوٗر تِہندُ ئے چُھ دوٚن عالمن

آٹھمِہ آسمانَئے وُچُھکھ ملکھا
کَنَو کِنی پَھل کھیوان بے اِنتہا
دہانہٕ کِنی بیٚیہِ آسی یوٗری تراون
ظہوٗر تِہندُ ئے چُھ دوٚن عالمن

نُومِہ آسمانہ وُچُھکھ درختِ طوبےٰ
نَکِھہ قاب و قوسینِ اَو ادنےٰ
تَتھ تل جائے چھۓ ژوٚن ملأیِکَن
ظہوٗر تِہندُۓ چُھ دوٚن عالمن

تَمِہ تور مَلکَو دوٚپ اَسہِ دَزَن پر
اِسرآفیلن میکآئلَن بہ سراسر
جبرٍیلنٔ تَۓ عزرأییٖلَن
ظہوٗر تِہندُۓ چُھ دوٚن عالمن

آلَو گوس یا نبی ﷺ گھسِو عرشَس
لولہِ عرش وَندِھوۓ نعلینَس
گردِ نعلین سیتی تَھرِہ تژآو عرشن

ظہوٗر تِہندٕے چُھ دوٚن عالمن

سدرةُ المنتہیٰ کیاہ زَبر مُقام
نَہ چُھ تَتہِ صُبح نہ چُھ تَتہِ شام
نوٗرِہ مَشعالہٕ ہہتھ حوٗرٕ وَنہٕ وَن
ظہوٗر تِہندٕے چُھ دوٚن عالمن

خدا دَر محمد ﷺ کَتھ دَپن صلوٰت
کیاہ گو ذات تہٕ کیاہ گو صِفات
کُس سَنا کَس اوس سجدٕ دِوَن
ظہوٗر تِہندٕے چُھ دوٚن عالمن

شیٹھ تژٕے ہَتھ کَتٕھہ تِمَو کرِہ ظآہر

شیٹھ تڑے ہَتھ کَتِھہٖ تِمَو کرِ بآطن
دوستَس کیاہ سَنا وۄن دوستَن
ظہوٗر تِہندُۓ چُھ دۄن عالمن

ازلکی گَھرٕ وآلی گَھرٕ ییٚلہِ آۓ
نَو لَچھ نو ساس ڈالِہٕ ہتھ آۓ
مُشکُن غوطہٕ کیاہ سَپُن ہیرِ بۄن
ظہوٗر تِہندُۓ چُھ دۄن عالمن

ہانکلہِ گوٗرٕ گوٗرٕ اوسُۓ گژھان
مُسلَس مۄۓ وال آسی وۄتھان
معراج گرِتھ ۆتھی بیَک ساتَن
ظہوٗر تِہندُۓ چُھ دۄن عالمن

صُبح پھوٚل سپر تِمَو بوو یارن
اصحابن سارٕنۍ کِبارن
سپنہٕ بَسپنہٕ بووہَے نِشہِ صوٗفِین
ظہوٗر تِہندُے چُھ دوٚن عالمن

یا نبی ﷺ عشقہٕ بَر سپنہٕ میونُۍ
دَمہٕ دَمہٕ گوٚڑھم معرفت چونُۍ
معراج نامہٕ وٚوٚن شمّس فقیرن
ظہوٗر تِہندُے چُھ دوٚن عالمن

🌹1839ء حبہ کدل ـــ کرہشپوٗر 1903ء🌹